16. Yeh shikaayat nahii~, hai~ unkee khazaanee ma-amuur
Nahii~ mahfil mee~ jinhee~ baat bhii karnee kaa sha-uur
Qahar too yeh hai ki kaafir koo milee huuroo qusuur
Oor beechaaree Musalmaan koo faqat vaada-e huur!
Ab voh altaaf nahii~, ham pa inaayaat nahii~
Baat yeh kyaa hai ki pahlii sii madaaraat nahii~?
17. Kyuu~ Musalmaanuu~ mee~ hai daulate duniyaa naayaab
Teerii qudrat too hai voh jis ki na had hai na hisaab
Tuu joo chaahee too utthee siina-e sahraa see hubaab
Rahrave dasht hoo seelii zadah mooje saraab
Ta-ana-e agyaar hai, rusvaayii hai, naadaarii hai
Kyaa Tiree naam pee marnee kaa ivaz khvaarii hai
18. Banii agyaar kii ab chaahnee vaalii duniyaa
Rah gayii apnee liyee eek khayaalii duniyaa
Ham too rukhsat huyee ooroo~ nee sanbhaalii duniyaa
Phir na kahnaa huyii tavhiid see khaalii duniyaa
Ham too jittee hai~ ki duniyaa mee~ Tiraa naam rahee
Kahii~ mumkin hai ki saakii na rahee, jaam rahee?
19. Teerii mahfil bhii gayii, chaahnee vaalee bhii gayee
Shab kii aahee~ bhii gayii~, subah kee naalee bhii gayee
Dil tujhee dee bhii gayee apnaa, silaa lee bhii gayee
Aa kee baitthee bhii na thee aur nikaalee bhii gayee
Aayee ushaaq, gayee vaadae fardaa lee kar
Ab unhee~ ddhuundd chiraage rukhi zeebaa leekar!
20. Darde Laila bhi vahii Qais kaa pahluu bhii vahii
Najd kee dashtoo jabal mee~ rame aahuu bhii vahii
Ishq kaa dil bhii vahii, husn kaa jaaduu bhii vahii
Um-mate Ahmade murasal bhii vahii, Tuu bhii vahii
Phir yeh aazurdagiyee gaire sabab kyaa ma-anii?
Apnee shaidaa-uu~ pa yeh chasme gazab kyaa ma-anii?
21. Tujh koo chhooddaa ki Rasuule Arabii koo chhoodd-aa?
Butgarii peesha kiyaa? Butshiknii koo chhoodd-aa?

Ishq koo, Ishq kii aashufta sari koo chhoodd-aa?
Rasme Salmaan oo Ovees Qarnii koo chhoodd-aa?
Aag takbiir kii siinuu~ mee~ dabii rakhtee hai~!
Zindagii misli Bilaal Habshii rakhtee hai~

22. Ishq kii khair voh pahlii sii adaa bhii na sahii
Jaadah paimaayii tasliimoo razaa bhii na sahii
Muztarib dil sifate qibla numaa bhii na sahii
Aur paabandiyee aayiine vafaa bhii na sahii
Kabhii ham see kabhii gairoon see shanaasaayii hai
Baat kahnee kii nahiin, Tuu bhii too harjaayii hai!

23. Sare Faaraan pah kiyaa diin koo kaamil Tuu nee
Ik ishaaree mee~ hazaaru~ kee liyee dil Tuu nee
Aatash andooz kiyaa ishq kaa haasil Tuu nee
Phuunk dii garmiyee rvookhsaar see mahfil Tuu nee
Aaj kyuu~ siinee hamaaree sharar aabaad nahiin?
Ham vahii sookhta-e saamaan hee~ Tujhee yaad nahiin?

24. Vaadiyee Najd mee~ voh shoore salaasil na rahaa
Qais diivaana-e na-zzaara-e mahmil na rahaa
Hooslee voh na rahee, ham na rahee dil na rahaa
Ghar yeh ujdd-aa hai ki Tuu roonaqe mahfil na rahaa!
Ai khash aa~ rooz ki aayii va basad naaz aayii
Bee hijaabaanah sooye mahfile maa, baaz aayii

25. Baadah kash gair hai~ gulshan mee~ labejoo baitthee
Suntee hai~ jaam ba kaf nagma-e kuu kuu baitthee
Duur hangaama-e gulzaar see yak suu baitthee
Teeree diivaanee bhii hai~ muntazire *'huu'* baitthee
Apnee parvaaanuu~ koo phir zooke khud afroozii dee
Barqi diiriinah koo farmaane jigar soozii dee

26. Qaume aavaarah inaa~ taab hai phir sooye Hijaaz
Lee uddaa bulbulh bee par koo mazaaqee parvaaz
Muztarib baag kee har gunchee mee~ hai booye niyaaz
Tuu zaraa chheedd too dee, tashna-e mizraab hai saaz

Nagmee beetaab hai~ taaruu~ see nikalnee kee liyee
Tuur muztir hai usii aag mee~ jalnee kee liyee

27. Mushkilee~ um-mate marhuum kii aasaa~ kar dee
Moori bee maayah koo hamdooshe Sulaimaa~ kar dee
Jinsi naayaab mohab-bat koo phir arzaa~ kar dee
Hind kee dair nishiinuu~ koo Musalmaa~ kar dee
Jooye khuu~ mii chakd az hasrate diiriinah maa
Mii tapad naalah ba nashtar kada-e siinah maa!

***

28. *****

Eek bulbul hai ki hai mahvi taranum abtak
Iskee siinee mee~ hai nagmuu~ kaa talaatum abtak!

29. *****

Qaide mausam see tabiiyat rahii aazaad iskii
Kaash gulshan mee~ samajhtaa kooyii faryaad iskii!

30. *****

Is gulistaa~ mee~ magar deekhnee vaalee hii nahii~
Daag joo siinee mee~ rakhtee huu~ voh laalee hii nahii~!

31. *****

Ajmii kham hai too kyaa, mai too Hijaazii hai meerii!
Nagmah Hindii hai too kyaa, lai too Hijaazii hai meerii!

*** * ***

# گُل چھُ گنے

## (اقبالنِس شِکوَس کاشُر جواب)

کاشُر متن

مُروج کاشرِ باپتھ نستالیق تہٕ

آر۔ ایل۔ بٹُن ترتیب دیتٕمت

(RRK, Rationalised Roman for Kashmiri)

دوشوٕنی رسم الخطن منٛز

آر۔ ایل۔ بٹ



یٚوٚ دوَے ایڈیٹر، کالمِسٹ، لِکھاری آر۔ ایل۔ بھٹ انگریزِیَس منٛز چھُ لیکھان، تَس چھُ کاشرِس سٟتؠ ماجہِ زیٚوٚ آسنہٕ کِنۍ قودرتی اُنس۔ تِمَن ہُند گوڈنچ ادبی کام اُس عبدالاحد آزادُن مُطالعہٕ۔ عیسوی 2013 ہس منٛز شایع سپدیمٕژ یہِ کِتاب "Azad, The Poet of Lool" چھِ آزادنین شہرِ آفاق نظمن دٔری یاو، ابلیس نامہٕ، نٔعرے کشمیر بشمول تِہنٛزن ترٛے درجن تخلیقن ہُند منظوٗم انگریزی ترجمہٕ۔ آزادس پٮ۪ٹھ کامہِ دوران، بٔلکہِ امہِ باپتھ دِیُت آر۔ ایل بھٹن اکھ سہل تہٕ نِشانورٕ ِس رسمُل خط ترتیب یُس Rationalised Roman for Kashmiri (RRK) ناوس تل آزادس پٮ۪ٹھ کِتابہِ برٛونٛہہ شایع سپدیوٚ۔ اتھ منٛز ہیکن کاشرِ علاوٕ ہندی، اُردوٗ، ڈوگری بیترِ سارِیے زبانہِ تہٕ بغارٕ کُنہِ اِمتیاز نِشانو یعنے Diacritical مارکو لیکھنہٕ یِتھ۔ آزادس پتہٕ کٔر أمۍ لل دیدِ پٮ۪ٹھ کام۔ "Lal and Her Vaakh" کِتاب چھِ ازتام للہِ سٟتؠ منسوٗب سارِنٕے واکھن ہُند انسایکلوپیڈیا (encyclopedia) تہٕ انگریزی ترجمہٕ۔ للہِ پٮ۪ٹھ دۆیِم کِتاب چھِ للہِ پٮ۪ٹھ شایع سپدیمٕژ راینٕ ہُند مُطالعہٕ، یہِ نیرِ عنقریب نٮ۪بر۔

یمو علاوٕ چھِ وُنیُکتام ڈاکٹر بھٹنہِ یِم کِتابہ آمٕژ۔ ہفتہٕ وار کالمن ہُندی ژ انتخاب Randomly Around Kashmir تہٕ Randomly Around India، کٔشیر شیومتس پٮ۪ٹھ کھیم راجنۍ پرا پرویشکایہ (Paraa Praveeshikaa) ہُند انگریزی ترجمہٕ، عبدُل قادر بدایونی سٕنٛز فارسی انتخابِ تاریخِ کشمیرُک (Intikhaabi Taariikhi Kashmiir) انگریزی، مشہوٗرِ زمانہٕ شری امرناتھ گوپھایہِ پٮ۪ٹھ کِتاب Faith Beseiged؛ کٔشیر ہِندِ بَن مندرن پٮ۪ٹھ مُفصَّل کِتاب Hindu Shrines of Kashmir تہٕ شریمد بھگوت گیتایہِ ہِندِ متنُک مُفصل مُطالعہٕ ابھنوگُپت پاٹھ۔

وُنی کٔرن چھُ ڈاکٹر بھٹ فارسی توارٟخن "تأریخی سعید علی" تہٕ محمد عظم دیدمری سٕنٛز "واقاتی کشمیر" ہَس پٮ۪ٹھ کام کران۔ کاشرِس منٛز چھِ آر۔ ایل بھٹن پروفیسر شانت سٕنٛزِ تحریکِ پٮ۪ٹھ مضموٗن تہٕ لیکھمٕتۍ یِم دِلہِ پٮ۪ٹھ نیرن وٲلِس کاشرِ جریدٕ "واکھس" منٛز شایع آسۍ سپدان۔

# یتھ کِتابہِ منز

# گُل چھٔ گنے (اقبالٕنس شِکوٕس کاشُر جواب)

مصنّف : آر۔ایل۔بٹ



ISBN نمبر: 9788192488257

چھاپن وٲری: 2018ء



کمپیوٹر ڈی۔ٹی۔پی :

آئی آئی ایل ایس

471-A سیکٹر-2، وِنا یک نگر، مٹھی جموّں

رِنکوکول# 9419136369

مول :-/Rs.75

پبلیشر :

سبسٹنس پبلیشرس

425/4، لکشمی وِہار

بورڈی جموّں - 180002

طلاطمُک حال تہٕ جواب یزدان، دوشوے چھِ ایمانی۔ شِکوٕ اوسُے اللہ ہَس اُمت اِسلامیہٕ کہِ طرفہٕ۔ جواب تہٕ لیٛوٗکھ صرِف اللہ تعالیٰ ہَن نہ زِ ایشور، بھگوان، گاڈ، یہوا منٛز کانٛسہِ۔ اقبالن کوٚر پنٕنہِ ایمان سکہٕ مگر اِنسان ہیٛنز آیہِ نہٕ کانٛہہ کتھ گرنہٕ، نہَ شِکوس منٛز تہٕ نہٕ جوابَس منٛز۔ لۆکو پوٚر تہٕ پنٕنہِ ایمان کوٚر رُکھ صاف۔ یمو غیر مُسلِمو تہٕ شکوٕ پوٚر تمو دیُت داد تنظیمس تہٕ تاثُرس۔ شکلہِ تہٕ سجاوٹس، گرٕتس تہٕ گنگرائے، مانے ترٛووُکھ پتھ کُن۔ اَتھ کتھِ سنے یہِ نہٕ زِ اقبالن کوٗتاہ چھُ فہم وٕڈٕ وٕڈٕ تھوٚومُت یاں زِ نظر کاژا تنگ چھُن رٕٹمٕژ۔ اقبالنہِ آفاقی قابلیژ تہٕ بجرن گری پَرن وٲلی تیتی مرعوب زِ اوٚرکُن بہریو نہٕ کانٛہہ وڑٕنس۔ ازہتہِ ہیوٚ روٗری گرٕ ہتھ تہٕ چھُ اقبال سُند شِکوٕ تتھی ترٛاے منٛز پیش یوان گرنہٕ یتھ منٛز یہِ گوڑٕنتھ پرنہٕ وِزِ اوس بڑٕ وٕنہہ کُن آمُت۔

اقبالٕنس شِکوس منٛز چھُ فِرقٲئی تصوُر تہٕ تخیل سرس۔ حاٲرتھ چھُ زِ تٔمی لیٛوٗکھ یہِ درٕس دُنیا ژھنڈِتھ۔ یورپ خاصکر انگلستانٕچ شان و شوکت وُچھِتھ مرعوب نہٕ گژھُن چھُ تھکُن لایق۔ ویٛکن تٔمی سُند اِنسانی پھہلاو... ورگہٕ لوٗکن ہُند یکجار... نظرِ ہُند وُسجار... سونٛچُک پوچھر... یمن سارِنٕے نِشہٕ مُچھِ روزُن چھُ عجیب سوال وۆتلاوان۔ یہِ کتھ ترٛاوِ تو اوٚک اونٛد زِ یہِ سورُے نظر انٛد از کرُن اوسا اقبالس ضرٗری۔ اِنسانس چھَ ہتہٕ بزٕ ضرٗرٕژ آسان۔ سوال چھُ زِ یہِ اوساہ مُمکِن؟ اکھ زانن وول فہمید اِنسان ہیٛکیٛاہ اٚچھ ٹُوتھ پٕنٕنی مال زبان روٗزِتھ؟ یہِ چھُ سُہ سوال یُس اقبالس ہِوس بڈٕس عالمس تہٕ فلسفی یَس بار بار کرنہٕ یِیہِ۔ جوابس چھُ تسُندُے جواب شِکوٕ۔ اٲسی ہیٛکو وٕنِتھ سُہ گو شِکوٕ کس ژرِ پوٚپس ہٕتی۔ مگر سوال چھُ تٕتی۔ اٲمی عظیم ذہٕنَن کتھہٕ کٔنی وٕٹ اٚچھ اَتھ سنٕنہٕ نِشہٕ؟ شاید چھِ کُنہِ وِزِ ڈٲرِ تیتی غالِب سپدان زِ نظر تہٕ فہم چھِ روٗٹہٕ گژھان۔

مےٚ چھُنہٕ باسان میٛون جواب چھُ حَرفِ آخر آسن تہٕ گژھِ نہٕ۔ یمہِ کامہِ

# کتھ ہٕ تہٕ شُکرانہٕ

اقبالنٕن لفظن منز 'خاکم بدہن'۔ یہِ کوٚس جسارتھ زِ شأیِر عظمت ہٕنٛدِس شِکوٕس چھُس جواب لیکھنہِ دژ امُت سُہ تہِ ازطرفِ یزدان یعنی کم ظرفی بَلکہِ بے ظرفی ہُنٛد ثبوٗتھ مُکمل! یہِ گو مےٚ مُتلِق۔ اقبالٕنۍ کتھ چھَ بدل۔ علامہٕ ہٕنٛدِس تھز رس تہٕ بجرس چھُنہٕ کلام۔ خاصکٔرِتھ تتھ بے پایان دمباغس یُس تس عطا اوس۔ تمہِ کِنۍ چھُ یہِ زیادے حأرتھ زِ تٔمۍ کوٚر شِکوٕ مرکٔز تہٕ مخصوٗص۔ یہِ تہِ چھُ حأرتھ زِ اَتھ پَرن وٲلۍ لوٗکھ چھِ زیادٕ عقیدتی ثأبتھ گژھان نہَ زِ فہمی۔ تہٕ یہِ چھُنہٕ عوامٕچ بَلکہِ خاصہٕ عالِمن ہنٛز کتھ یِم ژواپأری وأقف چھِ۔

کتھ چھَ ۲۰۰۷ء آس پاس۔ أسۍ أسۍ پیٹالہٕ اَکِس کأشرِ ڈِکشنری ؤرک شاپس منز۔ بہٕ اوسُس تمن دوہَن برہمی لِپی یعنی رسم الخط کتابہِ پیٹھ کأم کران۔ امہِ کِنۍ اوسُس رسم الخطن پیٹھ کم کاسہٕ نظر تھأوِتھ۔ کتھِ کتھِ منز وۄتھ اکھ بُزرگ سأتھی:

"ہے بوز سأ! رسم الخط چھِ ترٛےٚ۔ ایرأنی، تورأنی تہٕ عبرأنی۔ زبانہٕ تہِ چھِ یہے۔ باقی گٔیہِ تِہٕنٛزٕ زُری یاتھ۔ یہِ کِتاب چھِ وُنہِ تہِ شایع گژھنۍ۔ شاید مابہٕ وۄٹھُس اَمی کتھِ ہُنٛد روب! یہَے روب چھُ ازتہِ علمہٕ کِس عالمس شِکوٕس متعلق۔ گرِتس نہَ زِ گرو ٹھس چھِ نظر روٗٹتھ گأمژ۔"

اقبالُن شِکوٕ چھُ وونۍ اکھ ہتھ تہٕ دٔہ وٕری ہیتھ لوٗکن بژ وٗنہہ کنہِ۔ یٮ۪لہِ نہٕ تتھ زمانس منز جواب لیکھنَس کانٛہہ ٹھہرٕ بوٗ تٔمۍ لیٛوکھ پانےَ جواب۔ اَتھ جوابَس منزٕ وٕنۍ متہِ

کُل چھُ گُنے (اقبالنس شکوس کاشُر جواب)'

یہٕ کمپیوٹرس تہٕ دِژٕنس وَتھ۔ روشہِ روشُس چھِ میانہِ کامہِ ہُنٛد ناوبۄز تھےٕ بوٗکہٕ ہنان۔ لُسِن تہٕ پھوٚلِن۔ میٲن رفیق تیج ساگر چھُ اتھ بزٕونہہ کُن انہٕ نَس تک دَوگران۔ نظم مُکمل گژھتھ سوزٕ مےٚ اَمچہِ پی۔ڈی۔ایف کاپیہِ واریاہن دوستن۔ تِمو تہِ کُر رنٛگہٕ رنٛگہٕ ہمتھ افزٲیی۔ بہٕ چھُس یِمن سارِنٕے خٲرخواہَن ہُنٛد شُکر گُذار۔ دَے دِینٛگھ آے تہٕ بجر۔

بورڈی جوٚم




دیوٲلی 2018ء

☆☆☆

ہُنٛد مقصد چھُ اتھ فہمی تنگ نظری کُن توجہہ پھِرُن۔ شاید گرن زانن وٲلی زیادٕ سٕنٛز پٲٹھی تہٕ شیرِتھ کتھ۔ میٲنٛس سوچس تہِ آسن ءکتی بزم۔ وونی گو ییٚژٕ ہَن چھَم فِکرِ تران زِ کتھ گژھِ نہٕ تنگ آسٕنۍ۔ نظر گژھِ نہٕ بَنٛد روزٕنی۔ فہم گژھِ نہٕ دستوٗری، اعتقاڈی یا علاقٲیی آسُن۔ اشرف المخلوقات ہیکِہ نہٕ ٹٔرِس روٹِھ گژھِتھ، پنٕہ نبن تاٲبین روٗزِتھ خوٗدایت منقسم کٔرِتھ پانس ایماندار وٕنِتھ۔ کٔج فہمی نکھس لٔدِتھ کتھٕ گٔنٛز وَنہِ پانس اِنسان؟ خوٗدا صاٲب چھُ طبقاٲتی ژھٔرٕ ٹٕہ ژھٔرٹِہ نِشہٕ مُبرا۔ خوٗدٲیت گژھِ نہٕ فِرقاٲتی تصوٗرن الوٗنٛد تژٕ اونہٕ ینٛۍ۔ کتھ چھِ یژٕے۔ یوٚہے چھُ جواب۔ اقبالس اوس یی لیکھُن۔ شاید تژٕ آوِن یہِ رژھ میانہِ باپتھ۔ جوابِ شِکوہ یُس عاٲلم اقبالس لیکھُن اوس چھُ توٚہہِ بژٕ وٕنہہ کنہِ پیشِ خدمت۔ وومید چھَ پٔرِ ولولہِ سان وسیع اُلقلبی نظر تژٕ آوہوٗس تہٕ اشفن وشفن کٔرِ بو بخشِش۔

پننِہ کتھِ زِ وٹنہٕ بژٕ وٕنہہ چھُ لازِم بہٕ ہمہٕ تمن رفیقن ہُنٛد ناو یمو مےٚ یہِ کاٲم گرٕنس مٹھِ مٹھ کوٚر تہٕ انٛد واتناوِتھ اتھ شیرٕنٛج سعی کٔرِکھ۔ پردیپ کول کوڈبلی بوٗزی ییٚمہِ نظمہٕ ہِنٛدی گوڈٕنکی مِصرٕ تہٕ بند یُتھ یُتھ یِم لیکھِ گےٚ کھسان۔ کیٚنہہ ٹُکرٕ گنگراوِکھ تہِ۔ دِلی خُشی تھاوِکھ نہٕ زانہہ پتھ کُن۔ پَتہٕ بوٗز پروفیسر پی۔ این۔ ترٕسل صاٲبن تہٕ کوٚرُکھ شاباش۔ یمن کیٛاہ شُکریا کرٕ... بس ناوٕے یوٚت ہیکہٕ ہیٚتھ۔ مکھن لال کنول صاٲب اٲسی تمن دوہَن پُرکھوروزان، ییٚلہِ یہِ نظم اختتامس واٲژ، مےٚ کٔرِکھ اتھ نظر دِنٕچ وٕنِتھ۔ تِمو کوٚڈ وَکھ تہٕ دِژٕکھ سأرِسے نظر۔ ءکتین وشفن کوٚرُکھ سبزر۔ دَے دِہنکھ سوٗرگس جاے۔ قریباً سارِوے شاٲیِر دوستو چھِ ییٚمہِ نظمہٕ ہِنٛدی منٛزٕ منٛزٕ بند وِزِ وِزِ مُشاعرن منٛز بوٗزی ءمتۍ تہٕ واہ واہ کوٚرمُت۔ اختتامس واتان واتان دِژٕ جگن ناتھ ساگر صاٲبن پننہِ مخصوٗص آیہِ اتھ نظر تہٕ ءکرٕن جایَن کوٚڈُکھ کھوچر۔ پاٲژن بندن ہُنٛد اختتامیہِ چھُ تِہُنٛد خاص صلاح۔ بہٕ چھُس یِمن سارِنٕے ہُنٛد مشکوٗر۔ رِنکو جی کولن کھور

ہِندبو ووستایو، دوستوزانن وأٔلو کرٕتھ ہِندِس بجرس سلام تہٕ بنیہٕ تِہِندی شیدأٔی۔ سُہ تہٕ اوس سأرِنےٚ ہِندِ باپتھ لیکھان تہٕ تِہِندِ أندرٕ رٕ ہٕچ ترجمأنی کران۔ ''سارے جہاں سے اچھا ہندوستان ہمارا'' بنیو ترانے ہِند۔ تس میچ پٔرتھ طرفہٕ پٔزیرأیی یوس خاسے کأنسہِ ووٕنی تھٕنی نصیب چھِ یوان۔ ''نیا شوالہ'' نظمہِ ووتلاو وومید نو گاشچ۔ بأے بندٕچ، خلوص تہٕ موحبتٕچ یوس دُرس برِصغیرس وِحاطہٕ أس کران۔ اکھ شأیِر اوس پأدٕ گومُت یُس سأرِنےٚ ہِنٛز کتھ اوس کران۔ اقبالس وونکھ ''شأیِرِ مشرق'' یعنے زن سارِی مشرٕچ آواز یُس مغربچہِ اجارٕ دأری خلاف برسرِ پیکار اوس۔

## شأیِرِ مِلّت

امہِ پتہٕ دزٕاوسہ مغربس کُن علمہٕ کِہن تھدبن کعبن منٛز تھٕز تألیم پرٕاونہٕ۔ وننہٕ چھُ یوان زِ سُہ اوس احمدی یِمہٕ مِرزا غلام احمد قأدیأنس اتھس پٹھ بیعت أس کٔرمٕژ۔ پتہٕ کوٚر اقبالن اتھ کتھِ تردید زیادٕے زورٕ پٔھن۔ یہِ چھِ حقیقت زِ اقبال سُنٛد مول تہٕ بوٚڈ بوے أسی احمدی تہٕ اقبال اوس پانہٕ سیالکوٹُک یِیتی پٔٹھٕ احمدی تحریک تِہِندِس زُبنس آس پاس شوٗرٕ أس گأمٕژ۔ اقبال ہِندِ لندن گژھنہٕ بٔلکہِ واپسی تامتھ تہٕ ؤژھنہٕ یہِ کتھ کینٛہہ۔ شأعِرِ مشرق سُنٛد فرقہٕ ژھارُن أس تقریباً بےٚ معنی تہٕ بےٚ مقصد کتھ۔ اتہِ اوس صِرف بجر، یُس وِچھنس تہٕ زانس ستی تعلُق اوس تھاوان۔ جوش ملیح آبادی یَن کوٚر أتھی بجرس کُن یہِ وٕنتھ اِشارٕ زِ ''اقبالس اوس خودایَن سمندر دِل دبُتمُت......'' جوشنہِ کتھِ ہُنٛد دویم حِصہٕ یعنے ''......مگر تِمہٕ کوٚر یہِ کوزس منٛز بنٛد'' چھُ اقبالنہِ لندنہٕ پٔٹھٕ واپسی پتہٕ شأعری متعلق۔

لندنس منٛز پٔر اقبالن فارسی شأیِری، سُہ ووت سپین کارڈووا یتھ سُہ قرطبہ لیکھان چھُ۔ سُہ میوٗل نشٕے ہس تہٕ۔ سُہ گو نہٕ شاید مکہ کم از کم حج کس موقعس نہٕ کینٛہہ۔ ہندوستان واپس وأتتھ کٔرتمٕی نٔوے چالو۔ شِکوٕ چھُ اقبالنہِ امہِ نٔوِ لیہِ ہُنٛد

# اقبال تہٕ تسُند شکوہ

اقبال زاو سیالکوٹہٕ 1873 ءیَس منٛز۔ اِبتدأیی تألیم پرٕاوُن مکتبس منٛز تہٕ سیالکوٹ کالجہِ کوٚرُن ایف۔اے پاس۔ اُردوٗ شأیِری تہٕ کٔرِن شورٗو۔ 1895 ءیَس منٛز آو اقبال لوہوٗر تہٕ ایم۔اے کٔرِتھ گو 1898 ءیَس منٛز گورنمنٹ کالیج لوہوٗرس منٛز پروفیسر مقرر۔ لوہوٗرکین مُشأیِرن منٛز روٗد شِرکت کران تہٕ لوٗکن ہنٛز قبولیت پرٕاوان۔ 1901 ءیَس منٛز چھپیہ یہٕ اَسنٛز نظم "ہمالہ"۔1905 ءمنٛز گو اعلیٰ تألیم باپتھ انگلینڈ۔ تتہِ پٔتھ کٔرِن پی۔ایچ۔ڈی تہٕ بیرسٹری ہنٛز ڈِگریہ حأصِل۔ اِنگلستانس منٛزے کٔرِن فارسی شأیِری شورٗو۔ واپس یِتھ کٔرِن وکالت، تہٕ روٗد مُشأیِرن تہٕ جلسن منٛز پران۔ شِکوٕ پوٚرُن 1909 ءمنٛز لاہور احمدی اُنجمنہِ اِسلام کِس أکِس جلسس منٛز۔ اقبالنٛز گوڈنٛچ کِتاب أس 1915 ءمنٛز فارسی مثنوی "اسرارِخودی"۔ اُردوٗ شأیِری ہُنٛد گوڈنیُک مجموٗعہٕ "بانگ درا" گو 1924 ءمنٛز شایع۔ اقبالن کٔری فارسیَس منٛز ستھ تہٕ اُردوٗہس منٛز ترٛے شأیِری مجموٗعہٕ پننہِ حیأتی منٛزٕے شایع۔ سُہ گو 1938 ءمنٛز یٚیمہٕ عالمہٕ۔

## شأیرِ مشرق

اقبال سُند شِکوٕ چھُ واریاہ لحاظہٕ تسنٛزِ شأیِری منٛز اکھ میلہٕ کٔنۍ۔ اقبالُن شأیِرانہٕ بُتھ بٔلکہِ جینیس آو سبٹھاہ جلدٕے زانُنہٕ تہٕ مانُنہٕ۔ وُنہِ اوس سُہ کالجس منٛزٕے زِ تسنٛز شأیِری تُل لوہورس تلاطُم۔ لوٗکھ أسی یَسلہٕ تَس بوزنہٕ یِوان، تَس وَتن وُچھان۔ تِمی

گتہٕ گیٖوٗر کران۔ اُردوٗ شاعر چھُ اُمس معشوقس ستی کتھ کران، تَس بے جا تعریف کران تہٕ تسُند وصل ژھاران۔ غزل چھِ اُمس نامُراد عاشقہٕ سنٛز اَن تھکھ شکایت یتھ منٛز سُہ معشوقہٕ سنٛز بے ووفاٲیی، تمۍ سُند عدوس ٲلکھ واریاہن عدوہَن ستی رلہٕ مِلہٕ روزُن تہٕ تمن نیامژ شیرٕ نہٕ بیترٕ شامِل چھِ۔ غزل چھِ طیس واتان ییٚلہٕ عاشق یعنے شاعر پنٕنہٕ نامُرادی دگہٕ منٛز تبدیل چھُ کران تہٕ اتھ ابدی مسرتُک بہانہٕ چھُ بناوان۔ غالب سُند ''کہ خوشی سے مر نہ جاتے اگر اعتبار ہوتا'' چھُ یہ دگ للناوُنک عروٗج۔ اقبال زاو غالب نہٕ مرنہٕ پتہٕ کیہہ کالہ۔ مشرقی تخیل یَس ستی شوٗرُیٲتی رومانسہٕ پتہٕ وول اقبالن شِکوٕ بیٚیہٕ واپس دوہدش ہنٛدِس زمینس پیٹھ تہٕ اللہ تعالہس کُرن ''خاکم بدہن'' پلناوِتھ شکایت زِ عاشق اُمتس کیازِ چھُکھ نہٕ پوٗرِ پوٗر رواتان، اُمس پزِس عاشقس ترٛاوِتھ کیازِ چھُکھ عدوقومن تہٕ مذہبن پتہٕ لاران۔ تہٕ پنٕن پان راوٕ راوان۔ یی چھُ اقبالُن شِکوٕ۔ اُردوٗ شاعری ہنٛدِس تھدِس ابہامس برخلاف چھُ اقبال اللہٕ ہَس نقدی تہٕ جنسی معاوضہٕ طلب کران تتھ ساڑِسے عوضِ یہ اُمی اُمتن اقبال نہٕ قولہٕ مطابق اللہ سنٛدِ خاطرٕ کوٗرمُت چھُ۔

## اقبالُن شِکوٕ

اقبالُن شِکوٕ چھُ اُردوٗ زبانٕ منٛز 31 ہَن بندن ہنٛز نظم۔ پرتھ بندس چھِ ترٛے مِصرٕ یمو منٛز تریم امہٕ شِکایژ کُنہِ نتہٕ کُنہِ وتہٕ یاد دہانی چھَ یعنی ووج مِصرٕ۔ نظمہٕ ہنٛدی 4 بَند چھِ شاعرس متعلق یتھٕ کُنی چھِ کُل 92 تھَو مِصرو منٛز 80 مِصرٕ موضوٗعس ستی وابستہٕ۔ زبان تہٕ ساخت چھُس خاصِ اقبال ولیکن خیال تیٚتھ تنگ یوٗت اُمس عظیم شاعر سُند بجر ہیکہٕ ہے ژٕمتھ۔ اکُے شِکوٕ چھُ جوشہٕ سُند گفت زِ اقبالن کوٗر پنٕن سمندر دِل کوزس منٛز بَند ثابت کرنہٕ باپتھ سبٹھاہ۔ اقبال چھُ پنٕن شِکوٕ سیٚدِ سیوٗد شوٗروٗ کران اللہ ہَس پرژھان زِ سُہ کیازِ ژھارِ نہٕ تتھ ساڑِسے معاوضہٕ یہ زن مِلتن اللہ سنٛدِ باپتھ

أیینہٕ۔ أمی ترٛ وو ''شاعرِ مشرق'' سُند کارتہٕ بنوو ''شاعرِ مِلّت'' یعنے زن اُمتِ اسلامُک شاعر۔ أمی گوٚو اسلامُک بجر، مُسلم سامراجچہ حصولأ بہٕ، اِسلامچ شان، قرطبہ چھِن فتوہاتن ہنٛز کتھٕ۔ نٕتشےٕ سٕندِس ''سُپر مینس'' کوٚرُن ''موٗمِن'' ناوتہٕ تٔمی سٕنٛز ''وِل'' (will) پھِرِن ''خودی'' منٛز۔ یم دوشوٕے تھٔوِن دِینہٕ اِسلامس گنٛڈِتھ۔ یہٕ اوس مکمل آزأ دی ہٕنٛدِس اوتار نِٹشے ہٕس تلُک پپٹھ۔ أتھی ستی کوٚر اقبالن تتھ سأریٕے تلُک پپٹھ یہٕ سُہ اِنگلستان گژھِتھ تھٔز تأ لیم پرٛاونہٕ برٛونٛہہ ونان اوس۔

## مِلّی کاوِش

1908 ءیَس منٛز لیکھنہٕ آمُت شِکوٕ چھُ امہٕ نِو وتہٕ ہنٛز نشانٛدہی کران یتھ پپٹھ اقبال ووٚنی بأ تِھ وأتس پوٚک۔ ہرگاہ سُہ لوٚگ نہٕ نعت تہٕ منقبت لیکھنٕس گُن، تسٕنٛز شأیِری بنے یہٕ اِسلأمی یا مِلّتی شأیِری۔ تسٕنٛز کتھ وتھ تہٕ کاوِش روٗز مذہبِ اِسلامس تأبین۔ اتھ منٛز أس کینٛژس حدس تام روادأ ری مانن وأ لین صوٗفین مخالفت یوٚس ضربِ کلیمس منٛز شوٚرؤ گیہ، پنجابس منٛز احمدی غأر مُسلم قرار دِنہٕ کِس کورٹ کیٚس مدد تہٕ وُتِش دِنی تہٕ مُسلمانن کٕنٛت ہندوستانس بدٕون اکھ الگ مُلک بناونچ مُہم ہبترِ شأمِل۔ اقبالن کوٚر پنٕنِ پرٛزلوٗن دِماغ، قونٛونی مہارتھ تہٕ دأنشوٗری روتبہٕ امہٕ خأطرٕ پوٗرِپوٗر استعمال۔ امہٕ مِشنُک خاکہٕ تہٕ عمل چھُ شِکوٕس منٛز ٹاکارٕ۔

## شِکوٕ شکایت

شِکوٕ یاں زِ شکایت چھِ اُردوٗ شأعری منٛز اکھ عام موضوٗع۔ یہٕ وُنن گژھِ نہٕ غلط زِ شِکوٕ شکایت چھِ غزلہٕ ہُنٛد دستخط۔ غزلُک معنے چھُ زنانن ستی کتھٕ کرنہٕ بلکہٕ معشوٗقس شِکوٕ شکایت ستی نال وُلن۔ اُردوٗ شأعری ہنٛز یہٕ معشوق چھِ زنانہٕ خوبصورت تہٕ جوان سو چھِ جوأنی ہنٛز بھرپوٗر جولأنی ہیتھ یہٕ نبن عاشقن یم نیامژٕ آیتن تھاوان، بغأر أمِس شأعرِ عاشقس۔ عاشق شأعر چھُ امہٕ نامرأدی ہُنٛد شِکوٕ تہٕ شکایت شارن منٛز ساران، تہٕ

(بند ۲۷: اُمتِ محروم کی مشکلوں کو آساں کر دے...... ہِند کے دیر نشینوں کو مسلماں کر دے)۔ اۭخرِکۍ ژور بَنٛد یعنے باہ مِصرٕ چھِ شاعِرن پانَس متعلق وٕنۍ مٕتۍ۔ یمن منٛز چھُ اۭخری مِصرٕ اقبالنہِ دینہِ ایمانٕک اعتراف (بند ۳۱: اجمی خم ہے تو کیا مے تو حجازی ہے مِری، نغمہ ہندی ہے تو کیا، لے تو حجازی ہے مِری)۔

## فِرقاٚتی خصوصِیت

حاٚرتٕک مُقام چھُ یہِ زِ لۆکو چھُ پانٕنۍ یہِ دوکھ کھوٚمُت زِ یہِ ملی شِکوٕ چھُ اِنساٚنی کربکھ۔ اُمتین نِشہِ ہیکہِ ہے نہٕ یہِ توقع اۭستھ تِکیاز مِلتی چھِ خود صالحی آسان۔ ووٚں گو یم امہِ نبرٚ چھِ تِمن پزٕ ہے اقباٗلنس شِکوس منٛز یہِ مِلتی اعلان ژیٚنُن یُس بارم بار لاٚنہِ پتہٕ لاٚنہِ لفظن تہٕ تفصیلس منٛز ٹاکارٕ چھُ۔ اقبالٕ سٕنٛدی شیداٚیی چھِ شِکوٕکِس یمن فِرقہٕ واٚری نیزن کیٚر وٕلی وٕلی تھوان۔ اقبالٕ سٕنٛدِس نٔس مطالبس زِ اللہ نِین ہندوستاٚنی فی الفور مسلمان کٔرِتھ تہٕ چھُ اکھ عمومی بٔلکہِ عوامی کتھ بناٚوِتھ پھیٚش یِوان دِنہٕ۔ امہِ خود فریبی تازٕ ترین شِکار چھُ خوشونت سنگھ یمۍ شِکوس انگریزی ترجمہٕ کۆر۔ اتھ برعکس اٚس اقبالنین مِلتین نِشہٕ یہِ کتھ دوہے صاف۔ شرحِ شکوہ جوابِ شکوہ (فرید بُکڈِپو نئی دہلی) لیکھن وول چھُ صاف ونان ”درحقیقت اقبال اِس نظم کے ذریعے مسلمانوں کے زیادہ قریب آ گئے کیونکہ یہ نظم گویا مسلمانوں کے جذبات کا آئینہ تھی۔“ (صفحہ ۴)

## اقباٗلن جواب

1909ء پیٹھے ییٚلہِ اقبالن شِکوٕ اُنجمنِ حمایتِ اسلام، لاہور کِس زبردست جلسس منٛز پۆررٕ دِ شِکوٕ جواب ژھاران۔ زِ پان چھِ زِ یہِ نظم اٚس تیٚژ طاقتور زِ کاٚنٛسہِ کۆرنہٕ امیُک جواب لیکھنُک جُرتھ۔ جواب اوس اللہ سٕنٛدِ طرفہٕ لیکھُن تہٕ لۆکھ آسہٕ ہَن تمۍ سٕنٛدِ طرفہٕ یمۍ پٔنٕنۍ کتھ قورانس منٛز اٚس ختم کٔرمٕژ لیکھنَس کھوژان زِ کُفرٕکۍ دُرٕ مالگن۔

کوٚرمُت چھُ (بند ا: کیوں ضیاکار بنو سود فرموش رہو) امہِ پتہٕ قریباً اکھ درجن بندن منز چھُ اقبال اللہ ہَس ونان زِ اِسلام پنہٕ برٕ ونٕٹھ اوسُکھ یہِ ڈٟلۍ زِ تہٕ نابوٗدٕ ے۔ اگرچہ اتہِ بأقی نٕسلہِ تہٕ قوم تہِ أسی صِرفس تٕج عربہٕ پیٹھہٕ ووتھن والیو مُسلمانوٚنٕی ہنٛز عٕلم تہٕ پأوِکھ اللہ ہنٛدی مخألِف۔ اقبال چھُس یاد پٲوان زِ مُسلمانوٕ ے پھہلووتٕسنٛد ناو نہٕ صِرف زمینس پیٹھ بٔلکہِ نیوٗکھ پانوٕ پیٹھٕی تہِ تأرِتھ۔ (بند ۱۳: بحرِ ظلمات میں دوڑا دیئے گھوڑے ہم نے)۔

ملیٖچ خدمات یِم أکی اللہ ہَس کرمٕژ چھہِ گنٛزراونہٕ پتہٕ چھُ اقبال شِکوٕ پھٕچ مُژراوان۔ (بند۱۴: رحمتیں ہیں تیری اغیار کے کاشانوں پر، برق گرتی ہے فقط بے چارے مسلمانوں پر)۔یہِ چھُ آینٛدٕ بندٕ درجنٕس تام چلان۔یِم بند چھہِ گِلہٕ تہٕ شکایت ہٕتھ اللہ ہَس ونان ژٕ دٕژ اکھ بےٚ ووفا (بند۲۲: کبھی ہم سے کبھی گھیروں سے شناسائی ہے، بات کہنے کی نہیں تُو بھی تو ہرجائی ہے)۔غزلچہٕ معشوقِ بنأوِتھ چھُ شِکوٕ اللہ ہَس تھُروٚچن بٕنٛدان (بند ۱۹: آے عشاق گئے وعدئے فردا لے کر، اب اُنھیں ڈھونڈ چراغِ رُخِ زیبا لے کر)۔ کتھ تہٕ تکرار چھہِ صاف، اے اللہ ہوش کر، پنہٕ نٕن غلطین ہنٛز کرتلأفی؛یُتھ نہٕ یِم کُنی طرفدار تہِ ترٛأوِتھ ژھنہٕ نئے۔ یِم بند چھہِ گِلہٕ تہٕ شکایت ہٕتھ اللہ ہَس ونان ژٕ حٕض چھُکھ بے وفا (بند۲۲: کبھی ہم سے کبھی غیروں سے شناسائی ہے۔بات کہنے کی نہیں تُو بھی تو ہرجائی ہے)

بأقٕی بہن بند چھہِ اللہ ہَس ونان زِ تٕس کیاہ چھُ کرُن: تٕس چھہِ یِمن عاشقن ہنٛد بن دِلن منز تیٚھے پٕژأنۍ شعلہٕ برٕنۍ (بند۲۳: آج کیوں سینے ہمارے شرر آباد نہیں)۔ اللہ ہَس چھہِ بأقٕی سأری لوٗکھ اوٗک اوٗنٛد ترٛأوِتھ تِمنے ہٕتی روزٕن (بند ۲۴: بے حجابانہ سوئے محفلِ ماباز آئی)۔ پزٕوٗن جہأدی نار یٚیہٕ شعلہٕ نأوٗن (بند ۲۵: برقِ دیرینہ کوفرمانِ جگرسوزی دے) تہٕ چھیکرس ہندوستانٕکی سأرِی ہیٚنٛدی مُسلمان کرٕنۍ

صِرف عربی نالس یوٚتے تامٕین تھاوِنہٕ یِتھ ہُلکہِ گرٛ ٹھہِ ساٲری ناد بوزُن، سارِنٕے قبیلن، نسلن، لوٗکن، جایَن ستٕن تہٕ واتٕن۔ کأشرِ جوابُک خودا چھُ سارِنٕے مذہبن ہُنٛد بشمولِ مذہبِ اسلام۔ سُہ چھُ سارٕسے عالمس کُل کایناتس ستی رٲلتھ۔ کأشر جواب چھُ اقبالس ونان زِجہادی تنگ دواٗ س اکھ فِرقأتی ہُلکہِ نسلی غلیچ کاوِش۔ اتھ منٛز اوس نہٕ عالمِ انسانیتس خاطر۔ مُسلمان گرٛ ھنٕہ ستی گیہِ نہٕ تِمن لوٗکن منٛز ذاتیٲت، خودغرضی، آپسی دُشمنی وغارٕ بدت ختم۔ کأشُر جواب چھُ مِثال دِتھ ہاوان زِ چنگیز خانٕنِ وحشی شُری چھِ تِسنٛدِ اِسلأمی ذُرک اورنگ زیب نہِ کھوتہٕ زیادٕ انسانٲنیت ورتاوان۔ کأشُر جواب چھُ خلیفن تہٕ تمہِ پتہٕ اِسلأمی تحریک ہُنٛد تہِ جایِزٕ تہٕ غازیَن تہٕ مؤمینن ہُنٛد پزٕر باوان۔ اٲخرس چھُ خودا اقبالس ونان زِ سُہ نیٖرِن مذہبی تنگ نظری منٛزٕ نیبر تہٕ ساٲرِ لوٗکھ تہذیب تہٕ تمدُن وُچھِن تہٕ ماٗنِن برابر۔ یہِ خودا چھُس ونان زِ سُہ چھُنہٕ خٲلی عربہٕ خاطرٕ ہُلکہِ کُل عالمس کیٚت۔

## آفاقی نظر

یہِ تنگ نظری لانٛگنچ ضرٛورت چھےٚ اقبال نِس شِکوٕس کأشرِ جواب دِنس اصلی محرک۔ اسلام کِس شرٛویاتس منٛز یا ہُلکہِ ہتھ ہتھ وٕری بروٗنہہ تام تہِ کیاہ اٗس قبأیلی نظریاتن تہٕ تصوراتن ہنٛز اہمیت تہٕ یِمن یکوٹہٕ کرُن کوٗتاہ جان اوس چھِ اکھ وکھٕر بحث۔ از چھِ اتھ کتھِ محض نِسأبی یا تأریخی اِفأدیت۔ نوٚس دُنیاہس منٛز اٗس یہِ اکھ یادِ رفتہٕ۔ جہاں گشت اقبال گوٚ ژھ قبأیلی، فِرقأتی تہٕ نسلی...... ساٲرٕے تنگ نظری رد کرِتھ انسانیچ کتھ کرُن۔ فِرقہٕ وأرِیچ آبیأری کرنہٕ بجایہِ گوٚ ژھ یِہنٛد پزٕر وُچھُن تہٕ وُنُن۔ قبأیلی خوداہَن کُنے کرِتھ اکھ اِیشور یا خودا یا گاڈ تصوٕرس منٛز انُن اوس خودایت سٕمجنس منٛز اکھ بوٚڈ قدم۔ اتھ چھِ وحدت یا انگریزی یَس منٛز Monotheism ونان۔ امہِ پتہٕ بروٗنہہ کُن چھُ یِمن الگ الگ خوداہَن کُنے کرُن تہٕ کُل اِنسأنیتس ستی رلاوُن۔ یہِ گو کُنہر یِتھ انگریزی یَس منٛز Monism چھِ ونان۔ اقبال سٕنٛدی کأشُر ہمعصر شاعر

## کُل چھُ کُنے (اقبالنس شِکوٕس کاشُر جواب)

چھیکرس لٔیٖکھ اقبالن پانےٚ جوابِ شِکوٕ۔ اُردوٗ ہَس منٛز لیکھنہٕ آمِت یہِ نظم چھِ 36 ہَن بندن منٛز۔ نظم چھِ تمی آیہِ تہٕ تراوِیوس شِکواہَس پتہٕ۔ شِکوٕکی پاٹھی چھُ جوابِ شِکوٕ تہٕ خالِص اِسلامس ستی وابستہٕ۔ اللہ چھُ صِرف مُسلمانن کُن ونان تہٕ تِہنٛدِ خاطرٕ سونچان۔ امیُک اخری بند چھُ امی فرقاتی کتھِ ہُنٛد تُلہٕ تراو (بند ۳۶: کی محمد سے وفا تُو نے تو ہم تیرے ہیں، یہ جہاں چیز ہے کیا لوح وقلم تیرے ہیں)۔

وِچھوے تہٕ اقبالُن جوابِ شِکوہ چھُ تمِنٛے کتھن ہُنٛد پھِرِ تھُریم شِکوس منٛز کرنہٕ چھِ آمِژ۔ اقبالُن اللہ چھُ مانان زِ مِلتٕچ یوت چھُ تِمُکۍ ہِنٛدِ باپتھ جوٗ کھمُت۔ پتہٕ چھُس ونان زِ تِم چھِ ووٚنۍ سُست گامتۍ۔ تِمن چھُ بیٚیہٕ سےٗ جہادی نارزالُن یُس تِمو پتھ کالہِ زول۔ احمدی یَن تہٕ چھُ اکھ وولہٕ دولہٕ تنبیہ یِیلہِ اللہ اخرس پیٹھ ختمل نبوتُک اِصرار چھُ گرٛھان۔ مِصرِ پتہٕ مِصرِ چھُ اقبالُن اللہ یِہے کتھ دوہراوان زِ مِلتِ اسلامین یوٚتے کرتسُنز کام۔ جوابِ شِکوٕ نظمہٕ منٛز کُن تھزر "مثلِ بو قید ہے غنچے میں پریشاں ہو جا......" (بند:۳۲) تہٕ چھُ امی جہادی یلغارٕچ کرکھ۔ شاید چھِ جوابِ شِکوٕ پٔیچ سارِوے کھوتہٕ بڈٕ اہمیتھ یہِ زِ یہِ چھُ شِکوٕہَس متعلق سارۍ شک شُبہات ختم کران زِ یہِ نظم کیاہ چھِ مِلتِ اسلامیس ورأیے بیٚیہٕ کانٛسہٕ متعلق۔

### کاشُر جواب

**کُل چھُ کُنے**۔ یہِ کُل ذُریات چھِ ژکہِ کُنی۔ اکی آسنُک وُسجار۔ پھٔلتھ اُستھ تہِ چھُ یہِ سوٗرے زٔگتھ اکھ کُنر یعنے کُنے۔ **کُل چھُ کُنے یعنے اقبالنس شِکوٕس کاشُر جواب** چھُ کاشرِ پاٹھی 13 ہَن بنٛدن منٛز۔ پرٛتھ بنٛدس چھِ 5 مِصرِ یعنے کُل 65 مِصرِ۔ کانٛہہ وأژ مِصرِ چھُنہٕ۔ سارِی مِصرِ چھِ موضوعس ستی وابستہٕ۔ اقبالنس شِکوٕس کاشُر جواب چھُ اقبالس کوٚز منٛزٕ کڈتھ دُنیا ہاوان۔ کاشُر جواب چھُ مانان زِ مالِک کُل ہیکہِ نہٕ خالی اللہ اُستھ بلکہ گرٛھِ یہوا، یزدان، ڈی، گاڈ، بھگوان......سارِی آسُن۔ سُہ ہیکہِ نہٕ

# تارٟیخی استعارٕ تہٕ تلمیح

کاشرِس جوابس منز یم تلمیح تہٕ حوالہٕ دِنہٕ آمتی چھِ تم چھِ یتھٕ کٔنی۔ کاشُر جواب پرنہٕ برونٛہہ یاٗستی ستی یم نوٹ وُچھنی کرِ جواہِچ کتھٕ واریاہس حدس تام صاف۔

قیصر چھُ رومُکس بادشاہ سٕنٛزِس لیکھان "کِسراہ اوس ایرانہٕ کین فرمانرواہن ناو۔

محموٗد غزنوی سٕنٛد غُلام ایاز چھُ اقبالُن گوٚرمُت رومانس۔ تاریخِ فرشتہٕ منز چھُنہٕ امہِ ناوُک کانٛہہ خاص غلام۔ البتہٕ ابوالنجم امیرِ ایاز بنِ اسحاق چھُ تسٕنٛد بن غزنوی منز شاہی امراء منز۔ أمی کوٚر محموٗد نہِ مرنہٕ پتے غزنوی سٕنٛدِس جانشین نیٚچوس خلاف شورِش برپا کرِتھ تٔمِس قافیہِ تنگ کوٚر۔ (تاریخِ فرشتہ، اُردوٗ، جِلد ۱، صفہ 158)۔ اتھٕ چھِ یہِ کتھ تہِ دِلچسپ زِ محموٗد سٕنٛد جانشین محمد اوس تٔمِس لوکٹ نیٚچو۔ بادشاہ بٔنِتھ وُنُس بٔڈی بأے زِ پادشاہ روز ژٕ ے تہٕ میٚہ چھُ پٔنُن علاقہِ۔ البتہٕ تھوٚسا میٚون ناو تہِ خطبس منز صحی پأٹھی۔ تتھی پتھٕ گو بارٕنبن جنگ تہٕ محمد غزنوٕیس روو تخت۔ (فرشتہ، جِلد 1، صفہٕ 158-59)۔ محموٗدن کُر نہٕ پننہٕ نِس دربارس منز مشہوٗر شاعِر فِردوسیس کانٛہہ قدٕر۔

قیصرِ زُہورا اوس سپینس منز خلیفہ سلطان سُنٛد اعلیٰ شان محل خانہٕ۔

یٚیلہِ خلیفہ شام سٕنٛدی فوجن سپین فتح کوٚر تٕتہِ کِس خزانس منز میج اکھ سونہٕ سٕنٛز کُرسی۔ دپان یہِ أس حضرت سلیمانٔن تخت۔ یٚیلہِ یہِ کُرسی شام وأژ، اتھ آسہٕ

کُل چھُ گُنے (اقبالِنس شِکوس کاشُر جواب)

عبدالاحد آزادن وِژایہِ اقبالس یہِ بجر پژاونچ ژینہٕ وَن۔ ''وحدتِ حق اوس کُنزُک ابتدا، وحدتِ اِنسان چھُ کُنزُک اِنتہا''۔ کُل گوکُن یعنے کُن اکھ یُس سارِنے منز چھُ، سارِنے ستی چھُ، ساَرسے رٔلتھ چھُ، لوکٹہٕ کھوتہٕ لوکٹہِ ذرٕ پیٹھہِ ماَلکِ کُلس تام چھُ گُنۓ۔ دوٚیم چھُنہٕ کانٛہہ یعنے زن ادوے۔ اقباٗلِنس شِکوُک کاشُر جواب چھُ یہے کتھ گاشراوان۔



ہلاکو خان اوس چنگیز خانُن ذُر، یَمۍ 1256ء منز بغداد س پیٹھ قبضہٕ کرِتھ خلیفہ وول قاتلینس تہٕ مارِنوو ُن گُری ٹاپن تل، تکیازِ خلیفنۍ وزیرن وۆنُس زِ اگر اَمی سُنٛد خوٗن زمینس پیٹھ پییہ طوٗفان ووتھِ۔

توٗرے چھُ چنگیز خانہٕ نِس تتھ ظا ٔلِس وِنان یُس تَمۍ پنہٕ نیٚن اولادن حکومت چلاونہٕ باپتھ بنوو۔ وِنان چھِ اکبر بادشاہ بیترِ موغل اَسی اُتھی مانان۔ چنگیز خانہٕ مرنہٕ پتہٕ پژاریہِ خان تِسنٛدِس نیچوِس پیٚنس۔ توّت تام رُٹ نہٕ کانٛسہِ بادشاہی۔ اورنگ زیبن بادشاہتہٕ باپتھ مول قاد کرُن تہٕ بأے اکِہ اکِہ مارُن چھِ عام زانکاری۔

فرِشتہٕ چھُ لیکھان زِ تراوڑی ہنٛز گوڈنچہِ لڑایہِ منٛز گو محمد غوری سُنٛد فوج زبردست پسپا۔ پرِتھوی راجُن مقابلہٕ اوس تیوٗت زوردار زِ کانٛسہِ توٗرنہٕ فِکرِ کیا ٔرِ ژلہِ۔ سُہ چھُ لیکھان محمد غوری لوٗ بُکھ اِتفاقاً موٚڑ رِفؤجین ہِنٛدِس انبارس منٛز۔ یہِ تہِ چھُ لیکھان زِ سُہ لوٗ بُک جنگہِ کہِ دویمہِ دوہہٕ۔ (اُردو۔ جلد 1، صفہٕ 20-219) ونان چھِ سُہ اوس گرفتار کرِتھ رازس برٛوٚنٛہہ کُن پیش کرنہٕ آمُت۔ پرِتھوی رازن کرِس جان بخشی تہٕ ترٛووُن یلہٕ۔

اَنٛد لوٗسا چھُ سپنٛک اکھ صوبہٕ۔

کیٚنٛہہ اسلامی تأریخدان چھِ مانان زِ خُلفاے راشدین یعنے ژورو خلفو پتہٕ بنے یہِ خلافت سُلطان شاہی۔ بادشاہی ہِنٛدی سأری عأب تہٕ نوقص ہتھ۔ (خلافت اور سلطنت، مولانا مودودی)

خلیفہ یزید اوس خلیفہ معاویہ سُنٛد نیچو۔ معاویہ اوس حضرت علی یَس ستی ژوٗرِم خلیفہ تہٕ یزید پأنژِم۔ یا وۆنو کھ پأنژِم تہٕ شیٚیِم امیر المومنین۔ حضرت حسن گو حضرت علی سٕنٛدِ مرنہٕ پتہٕ خلیفہ معاویہ سٕنٛدِس حقس منٛز دستبردار (تاریخِ اسلام، اکبر نجیب آبادی،

تٕرٛے زنگہٕ۔ ژوٗرِم زنگ دوٗ پٔکھ کھیٚیس فاتح سپین طارقن۔ سُہ آو أتھی پٔتھ برطرف کرنہٕ۔

اویس قرنہ اوس یمنک اکھ فقیر یا صوفی۔ دپان ییٚلہِ تٔمی بوٗز زِ حضرتس چھُ اکھ دنٛد پھٔٹمُت تٔمی پھُٹرٲوِ پننی سارٕی دنٛد عقیدتس منٛز۔ تس آو حضرتُن ہُنٛد اکھ خرقہٕ سوزنہٕ۔

منصور اوس بغدادس منٛز اکھ فقیر یا صوفی یُس "انالحق" یعنے "بہٕ چھُس پزر" ونان اوس۔ سُہ آو کافر قرار دِتھ پھانٛسہِ کھارنہٕ۔ پتہٕ زالنہٕ تہٕ سوٗر دریاے فراتس تر أوِتھ تسنٛز بیخ بُنیاد گالنہٕ۔

بِلال اوس حبشی غلام یُس حضرت نیچِو أسی زانان۔ پننہٕ پیٚترِ بیٚنہِ کوٗرِ کھ أمی سٕے ستی خاندر۔ پتہٕ وٕژھ آیت زِ منگتہٕ چھُنہٕ آسان...... خاندر گو طلاق تہٕ سوٗ گٔر کھ پانس نِکاح۔

سلمان اوس ملک ایرانُک۔ جنگِ احدس منٛز ہاو أمی مدینس منٛز روٗزِتھ ہجرت کرِتھ آمتین مُسلمانن بستی أندی أندی خندق کھٔنِتھ دِفاع کرنٕچ وتھ۔ اوٗت تام اوس نہٕ عربس منٛز خندقہٕ ہُنٛد پئے۔

ہارون رشید چھُ مشہوٗر بغدأدی خلیفہ بادشاہ۔ تَس گوٚو پننہٕ نبن دودِ بایَن براکمن پٔتھ شک تہٕ مأرِن جس گرٕ ھان گرٕ ھان وتہٕ منٛز۔ امین اوس تسُنٛد جأیز نیچِو یُس تس پتہٕ خلیفہ تہٕ بادشاہ بنیوٚو۔ مامون اوسُس أکِس کنیزِ زامُت۔ تٔمی مارٕنوٚو امین تہٕ بنیوٚو پانہٕ امیرالمومنین یعنے خلیفہ تہٕ بادشاہ۔

اللہ اللہ اوس أخری عربی خلیفہ۔ 1421ء منٛز کوٚرُس تُرکی ہٕنٛدی کھسہٕ وٕنی شاہ سلیمن حملہٕ۔ خلیفہ لوٚدُن پننہٕ نِس گرِس تہٕ استمبول واتنأوِتھ ہیوٚتُنس خلافت تہٕ امیرالمومنی پننہٕ نِس حقس منٛز لیکھِت۔ أمی سٕے سُلیمنٛز ذُری گری انگریزو 1920ء ہَس منٛز بے دخل ییتھ پٔتھ تحریکِ خلافت وٕژھ ہندوستانس منٛز۔

جِلد 1، صفہٕ 26-525)۔ دوشوے بارٕ نی بسے یہٕ مکہٕ ہَس منٛز (تاریخِ اسلام، اکبر نجیب آبادی، جِلد 2، صفہٕ 54)۔ حسنہٕ سٕنزِ حیاتی منٛزٕ ے بنیٚو معاویہٕ سُند نیٚچو یزیٖد سأرِنے صحابن ہٕندِ بیت کرنہٕ پتہٕ خلیفہ تہٕ امرالمومنین۔ حضرتِ حسنہٕ مرنہٕ پتہٕ ووٗتھ حضرت حسین تہٕ کوٗرُن امیرالمومنین یزیٖدس خلاف خروج۔ امیٚگ انٛد اوس جنگِ کربلاہَس منٛز بغدادٕکس عامل یعنی گورنرٕ سٕندِس فوجس ستۍ۔ (تاریخِ اسلام، اکبر نجیب آبادی، جِلد 2، صفہٕ 75-62)۔ امہِ پتہٕ روٗز خلافت شامس منٛز قریباً ہتھس وٕری یَس پیٚیہِ۔ کمزاز کم دون خلیفن تہٕ تہٕندِ بن واریاہن شُربن اوس یزیٖد ناو۔ (تاریخِ اسلام، اکبر نجیب آبادی، جِلد 2، صفہٕ 34-205)۔

☆☆☆

## ۲/۱۳

ازلس اند کیاہ، واوس بنٛد کیاہ
بوےگُل ،ٹوٗٹھ افسانےٚ یوٚت
نادانہٕ ایمان، نادیدٕ فنٛد چھاہ
اند ہاواتہٕ ناوانٛ زانےٚ یوٚت
ہُمی رٕٹ کُنی کانٛہہ، تیمی تُل گُل کانٛہہ
ژیےٚ تہِ چھےٚ کعبہِ نشانےٚ یوٚت
اَتھ منٛز ببن کیاہ، کُنی رس ژھبن کیاہ
ژیےٚ ژھارٕنکی سامانےٚ یوٚت
میوٗن کیاہ ناوہسکھ، کیاہ پکہٕ ناوکھ
ییٚتہِ تتہِ بےٚ چھُس پانےٚ یوٚت



# اِقبالنِس شِکوٕس کأشُر جواب

۱/۱۳

میےٚ تھویوکھ پأرِتھ پۆرٕ پۆرانےَ

بانہٕ، گیٚانہٕ، پانہٕ سامانےَ یوت

ژٕےٚ چھِیو وِہی گرٛشھان رِنٛدٕ انمانےَ

شبدٕ زالاہ چھُیو باسان سرٛ وت

میٚرٛ کیٚاہ تہٕ مۆل کیٚاہ گاشُگ بہانےَ

پۆز ہا چھُے لول ارزانےَ یوت

سۆد کیٚاہ تہٕ رۆد کیٚاہ کیٚتُھ نوقصانےَ

بۆڈ ہۆٹ چھو ژرُک بانےَ یوت

محض چھُ مجبۆر فٔریاد معذۆر

حُمد چھُے حدُک بہانے یوت



## ۴/۱۳

تیغہٕ تہٕ تلوار، پیٚیہٕ یم خنجر
جنٛگکۍ مأدان سأری چأنۍ
یہٕ پھُٹر اوٗن، ہُہ ٹاسہٕ والُن
مَدٕ مُستی ہنٛدۍ اَپزی لأنۍ
یورپس کرٛ کہٕ ناد، بستی بُر باد
سیٚکہِ شاٹھن پیٹھ تھدِلن ترٛ أنۍ
غأزی، بأزی، پانے قأضی
یم وِہۍ سأری، ژِہۍ انزٕ أنۍ
شان چھےٚ سمٹٕنۍ جہان سأرِی
أکی سےٚ أنشس منٛزٕ یم میٲنۍ



## ۳/۱۳

ایرأنۍ ، تۄرأنۍ ، ساسأنۍ ، نصرأنۍ
مُشرِ تھٕے گأمتۍ ہێنٛدۍ ، افغأنۍ
رومۍ ، چیٖنۍ ، یہوٗدۍ یوٗنأنۍ
أنٛشس تہٕ اَصلس ماچھُکھ زأنۍ

یہوا ، یزدان ، ڈی ، گاڈ ، بھگوان
کتھ میأنۍ ، کُنہِ کر ، وَن أس کأنۍ
میٚہ نِش بێیوٚن کُس ، میٚہ کُس دُشمن
وأحِد چھُس ، چھِ حدٕ روس میأنۍ

کوٕ چھُکھ وولُمت توٕحید ناون
ہرٛ یم ، شرٛ یم ، نادٕ بێنٛد کلِمَس پرٛأنۍ



## ۶/۱۳

کولہٕ رادن کیاہ راہ اوس کھوٚتمُت
کوٚ گوکھ بحرِ ظلماتس وُبالی
مندر رتہٕ مسجدٕ، کعبک گرباہ
یم سارٕی اُمی کُنزٕ رن ژالی
بس چھا عربُک ژُکل یوتُے
یم صفحہٕ ژورے ووٚنچ ڈالی
ووٚنتہٕ نژٕنس چھُکھ لوٚبان لاران
پژاران حوٚرن ہبتھ ارکھالی
آدن روٕ ژمُت چھُے اورادن
توٕ چھُے باسان ازلس کالی



## ۵/۱۳

میٚے پرٛ وٹ پانے خیبر پنہٕ نُے
قیصرن تہٕ کِسرن وأٔلم أٔلی
میٚے کٔرٛیت روشن آتش خانے
میٚے کرِٛ چھِ کعبس غِلاف نأٔلی
میٚے ثُل احمد عأٔلی شانے
ڈمب لوٚگ عیسیٰ میأنی کأٔلی
میٚونُے محمود تہٕ ایاز میٚونُے
بنٛدٕ تہٕ نواز چأٔنی چأٔلی
ہأبتھ تہٕ جُرتھ، رحمت زحمت
وَن بأگی یم طوٗ مار پأٔلی



## ۸/۱۳

آدم کنڈِ ہنڈی یم عاٚب ساٚری
نابود کتہِ گٔری چانہِ دہند آری
ہارؤن رشیدن دوٕد باٚے ماٚری
ماموٗن رشید پہو امینس باٚری
پٔنٕز الہٕ اللّٰہ ہَس سلیمن چاٚری
ہلاکو خانس کیاز بےٚ واٚری
تورَے چنگیز نیکو کاٚری
اورنگ زیبٕنز وِچھ چاند ماٚری
پرتھوی رازن محمد غوٗرِس
ون گٔرناہ زوٗ وٕبخشِتھ یاٚری



## ۱۳ / ۷

دولتِ دُنیا، قیصر زُہرا
تختِ سلیمان، پھُٹمٕژ زنگاہ
اویس قرنی یس کئُیت خِرٕقاہ
منصورس دُرٕسما ساہ، پھائسیٲہ
وۄنٹس میۄٹھا، ہٕنٛدِس لۄٹھاہ
گُل عالمس کئُیت عربی سۄٹھاہ
بلال حبشی، یمنی غولاماہ
سلمانِ فارس، جنگاہ، خندقاہ
اُمتِ مرحوم، محبوٗب پاناہ
عظمت، حکومت، پننٕہ ژُئے واناہ



## ۱۰/۱۳

نہٕ أس اَتہِ بس گُنی لأ لاہ
نہٕ اوس قیصس یوت عشقاہ
چھُ زرٕ اکھ اکھ اَتھِک پیامبر
نہٕ اُمتےَ چھےَ اَتہِ عنقاہ
یہٕ پانہٕ پڑتھ کُنہٕ دِلس وٲتتھ
جلس تھلس منز چھِ میٲنی شیداہ
چھُ چانہِ نیہِ منز تہِ نادمیونُے
یہِ چون کاٲفر چھُ میون ساداہ
یہٕ گُل تہِ جلوا، یہِ گُل تجلیٰ
چھُ تی أمِس بُلبُلس تہِ وعداہ



## ۹/۱۳

اوسیٰ، موٗسیٰ، بٔییہِ انٛدٕ لۄ ساہ
گرٕ ی متۍ چھِ ترانے یوت

زٕنٛی پاٹھ گٔنٛز رِتھ باقٕے وَن تا
چھِ نا بس چھۆنٛی بانے یوت

کِسراہ ناواہ، ہارٗون کیٚاہ اوس
یزیٖد اوساہ پانے یوت

بغداد، مِصر، قرطبہ، شامس
سلطان، شاہی خزانے یوت

ژٕ تہِ کتھ حاۓران شِکوس ژھاران
حۆرٕ تہٕ دولت خانے یوت



## ۱۲/۱۳

بےٚ چھُس مے تےٚ میخانہٕ میٚونُے
بےٚ چھُسےٚ ساقی چاوان یوٗت
اتہِ گُس ترٛ اوَن گُس منہٕ ناون
وو پر چھُ بس انژانےٚ یوٗت
لول چھُے سیٚنس پٲتۍ کنۍ کیٚنس
ژھارتن متہٕ مُسلمانےٚ یوٗت
دیرتہِ چھُ مَسِکن اِقبال میٚونُے
گارتن متہٕ قِبلانےَ یوٗت
عجمی خم کیٚاہ تہٕ ہیٚندی غم کیٚاہ
میٚون چھُنہٕ عربستانےٚ یوٗت



## ۱۳/۱۱

یہِ بُت یَتھ ژٕ گٔنز ونان چھُکھ
یہِ تیٚے چھُ بس اصلہٕ گُے یرا داہ
چھِ کانٛہہ سوٗرٕ خ سِیاہ کانٛژ ھاہ
گُنہِ سنگِ اسود گُنہِ شِولِنگاہ
چھُ گُنہِ کانٛژ ھاہ دِوان بانگاہ
چھِ لیچھِ بٔڈی شنکھ وزان ہرجاہ
چھُ کانٛہہ یقبال تشنہٕ وحدت
چھِ اٰنتھٕ روٗسی گُنزِس تہِ آگاہ
ژٕ بنتہٕ رحمان سارِنے کٔیت
ژٕ ونتہٕ ایشر بہٕ صد دسگاہ





بِ چھُس کُل شی محیط معلوٗم
وُسعتن پیٹھ نہٕ کُنہِ معدوٗم
پننِ انشک یِہ نالہٕ محکوٗم
یِہ چون شِکوٕ ڈامبِ مظلوٗم
ژھوٹِہ راوُک وُٹھِتھ مفہوٗم
کُٹُیل مضموٗن گوھیا پزٕ یِہ وُن



## ۱۳/۱۳

یِہ بٔن پنٕہ نٔن تہٕ پرٕدٔن ہُنٛد
یِہ غاآرِ اُمتُک خیالِ باطِل
نہِ دڑاو کانٛہہ میٛون، نہَ روٗد بآقٕے
یِہ سور سنٛسار چھُ میٛون حاصِل
نہَ چھُکھ ژٕے یوٗت، نہَ چاآنٛی کیوٗل
بٕہ چھُس زگت، وُچھ یِہ میٛون سآیِل
یِہ روٗخ تہِ میٛوٗنُے، یِہ چال میآنٛی
یِہ شب تہٕ صُبحِ گُذار آوُیٛل
سو عاشقی کٔیاہ یوسٕہ نہَ مآیِل
سُہ عشق ون کٔیاہ یتھ وعدہ حآیِل



## گُل چھڑ کُنے (اقبال کے شکوہ کا منثر جواب)

ہم جو جیتے تھے، تو جنگوں کی مصیبت کیلیے　　اور مرتے تھے ترے نام کی عظمت کے لیے
تھی نہ کچھ تیغ زنی اپنی حکومت کے لیے　　سر بکف پھرتے تھے کیا دہر میں دولت کے لیے
قوم اپنی جو زر و مال جہاں پر مرتی،
بت فروشی کے عوض بت شکنی کیوں کرتی!

ٹل نہ سکتے تھے، اگر جنگ میں اڑ جاتے تھے　　پاؤں شیروں کے بھی میداں سے اکھڑ جاتے تھے
تجھ سے سرکش ہوا کوئی، تو بگڑ جاتے تھے　　تیغ کیا چیز ہے؟ ہم توپ سے لڑ جاتے تھے
نقش توحید کا ہر دل پہ بٹھایا ہم نے
زیر خنجر بھی یہ پیغام سنایا ہم نے

تو ہی کہہ دے کہ اکھاڑا درِ خیبر کس نے　　شہر قیصر کا جو تھا اس کو کیا سر کس نے؟
توڑے مخلوق خداوندوں کے پیکر کس نے؟　　کاٹ کر رکھ دیئے کفار کے لشکر کس نے؟
کس نے ٹھنڈا کیا آتشکدۂ ایراں کو؟
کس نے پھر زندہ کیا تذکرۂ یزداں کو؟

کون سی قوم فقط تیری طلب گار ہوئی؟　　اور تیرے لیے زحمت کشِ پیکار ہوئی؟
کس کی شمشیر جہانگیر، جہاندار ہوئی؟　　کس کی تکبیر سے دنیا تری بیدار ہوئی؟

کس کی ہیبت سے صنم سہمے ہوئے رہتے تھے
منہ کے بل گر کے ھُوَ اللّٰہُ احد کہتے تھے

آ گیا عین لڑائی میں اگر وقت نماز　　قبلہ رو ہو کے زمیں بوس ہوئی قوم حجاز
ایک ہی صف میں کھڑے ہو گئے محمود و ایاز　　نہ کوئی بندہ رہا اور نہ کوئی بندہ نواز
بندہ و صاحب و محتاج و غنی ایک ہوئے
تیری سرکار میں پہنچے تو سبھی ایک ہوئے

محفل کون و مکاں میں سحر و شام پھرے　　مئے توحید کو لے کر صفت جام پھرے
کوہ میں، دشت میں لے کر ترا پیغام پھرے　　اور معلوم ہے تجھ کو کبھی ناکام پھرے؟
دشت تو دشت ہیں، دریا بھی نہ چھوڑے ہم نے
بحر ظلمات میں دوڑا دیئے گھوڑے ہم نے

# اپینڈکس ۔ شِکوِ اُردؤ متن

کیوں زیاں کار بنوں سود فراموش رہوں؟ فکرِ فردا نہ کروں، محوِ غمِ دوش رہوں
نالے بلبل کے سنوں اور ہمہ تن گوش رہوں ہمنوا! میں بھی کوئی گل ہوں کہ خاموش رہوں؟
جرأت آموز تری تابِ سخن ہے مجھ کو
شکوہ اللہ سے، خاکم بدہن، ہے مجھ کو

ہے بجا شیوۂ تسلیم میں مشہور ہیں ہم قصۂ درد سناتے ہیں کہ مجبور ہیں ہم
سازِ خاموش ہیں، فریاد سے معمور ہیں ہم نالہ آتا ہے اگر لب پہ، تو معذور ہیں ہم
اے خدا! شکوۂ اربابِ وفا بھی سن لے
خوگرِ حمد سے تھوڑا سا گلا بھی سن لے

تھی تو موجود ازل سے ہی تری ذاتِ قدیم پھول تھا زیبِ چمن، پر نہ پریشاں تھی شمیم
شرطِ انصاف ہے اے صاحبِ الطافِ عمیم بوئے گل پھیلتی کس طرح جو ہوتی نہ نسیم؟
ہم کو جمعیتِ خاطر یہ پریشانی تھی
ورنہ اُمت ترے محبوب کی دیوانی تھی؟

ہم سے پہلے تھا عجب تیرے جہاں کا منظر کہیں مسجود تھے پتھر، کہیں معبود شجر!
خوگرِ پیکرِ محسوس تھی انساں کی نظر مانتا پھر کوئی اَن دیکھے خدا کو کیونکر؟
تجھ کو معلوم ہے لیتا تھا کوئی نام ترا؟
قوتِ بازوئے مسلم نے کیا کام ترا!

بس رہے تھے یہیں سلجوق بھی، تورانی بھی اہلِ چیں چین میں، ایران میں ساسانی بھی
اسی معمور میں آباد تھے یونانی بھی اسی دنیا میں یہودی بھی تھے، نصرانی بھی
پر ترے نام پہ تلوار اٹھائی کس نے؟
بات جو بگڑی ہوئی تھی، وہ بنائی کس نے؟

تھے ہمیں ایک ترے معرکہ آراؤں میں خشکیوں میں کبھی لڑتے، کبھی دریاؤں میں
دین اذانیں کبھی یورپ کے کلیساؤں میں کبھی افریقہ کے تپتے ہوئے صحراؤں میں
شان آنکھوں میں نہ جچتی تھی جہانداروں کی
کلمہ پڑھتے تھے ہم چھاؤں میں تلواروں کی

## گُل چھُٹ گئے (اقبال کے شکوہ کا منثر جواب)

تیری محفل بھی گئی، چاہنے والے بھی گئے  شب کی آہیں بھی گئیں، صبح کے نالے بھی گئے
دل تجھے دے بھی گئے، اپنا صلہ لے بھی گئے  آ کے بیٹھے بھی نہ تھے اور نکالے بھی گئے
آئے عشاق، گئے وعدہ فردا لے کر
اب انہیں ڈھونڈ چراغ زیبا لے کر

وردِ لیلیٰ بھی وہی، قیس کا پہلو بھی وہی  نجد کے دشت وجبل میں رم آہو بھی وہی
عشق کا دل بھی وہی، حسن کا جادو بھی وہی  اُمت احمد مرسل بھی وہی، تو بھی وہی
پھر یہ آزردگئ غیر، سبب کیا معنی؟
اپنے شیداؤں پہ یہ چشم غضب کیا معنی؟

تجھ کو چھوڑا کہ رسول عربیؐ کو چھوڑا؟  بت گری پیشہ کیا؟ بت شکنی کو چھوڑا؟
عشق کو، عشق کی آشفتہ سری کو چھوڑا؟  رسم سلمانؓ واویس قرنی کو چھوڑا؟
آگ تکبیر کی سینوں میں دبی رکھتے ہیں
زندگی مثل بلالؓ حبشیؓ رکھتے ہیں!

عشق کی خیر، وہ پہلی سی ادا بھی نہ سہی  جادہ پیائی تسلیم ورضا بھی نہ سہی
مضطرب دل صفتِ قبلہ نما بھی نہ سہی  اور پابندی آئینِ وفا بھی نہ سہی
کبھی ہم سے، کبھی غیروں سے شناسائی ہے
بات کہنے کی نہیں تو بھی تو ہرجائی ہے

سرِ فاراں پہ کیا دین کو کامل تو نے،  اک اشارے میں ہزاروں کے لیے دل تو نے
آتش اندوز کیا عشق کا حاصل تو نے  پھونک دی گرمئ رخسار سے محفل تو نے
آج کیوں سینے ہمارے شرر آباد نہیں؟
ہم وہی سوختہ ساماں ہیں، تجھے یاد نہیں؟

وادئ نجد میں وہ شور سلاسل نہ رہا  قیس دیوانہ نظارہ محمل نہ رہا!
حوصلے وہ نہ رہے، ہم نے رہے، دل نہ رہا  گھر یہ اجڑا ہے کہ تو رونق محفل نہ رہا
اے خوش آں روز کہ آئی و بصد ناز آئی
بے حجابانہ سوئے محفل ما باز آئی!

## گُل چھڑ گئے (اقبال کی شکوہ کا مؤثر جواب)

صفحہ دہر سے باطل کو مٹایا ہم نے     نوعِ انساں کو غلامی سے چھڑایا ہم نے
تیرے کعبے کو جبینوں سے بسایا ہم نے     تیرے قرآن کو سینوں سے لگایا ہم نے

پھر بھی ہم سے گلا ہے کہ وفا دار نہیں
ہم وفا دار نہیں، تو بھی تو ولدار نہیں

امتیں اور بھی ہیں، ان میں گنہگار بھی ہیں     عجز والے بھی ہیں، مست مئے پندار بھی ہیں
ان میں کاہل بھی ہیں، غافل بھی ہیں ہشیار بھی ہیں     سینکڑوں ہیں کہ ترے نام سے بیزار بھی ہیں

رحمتیں ہیں تری اغیار کے کاشانوں پر
برق گرتی ہے تو بیچارے مسلمانوں پر

بت صنم خانوں میں کہتے ہیں مسلمان گئے،     ہے خوشی ان کو کہ کعبے کے نگہبان گئے
منزلِ دہر سے اونٹوں کے حدی خوان گئے     اپنی بغلوں میں دبائے ہوئے قرآن گئے

خندہ زن کفر ہے، احساس تجھے ہے کہ نہیں؟
اپنی توحید کا کچھ پاس تجھے ہے کہ نہیں؟

یہ شکایت نہیں، ہیں ان کے خزانے معمور     نہیں محفل میں جنہیں بات بھی کرنے کا شعور
قہر تو یہ ہے کہ کافر کو ملیں حور و قصور     اور بے چارے مسلماں کو فقط وعدہ حور

اب وہ الطاف نہیں، ہم پہ عنایات نہیں
بات یہ کیا ہے کہ پہلی سی مدارات نہیں؟

کیوں مسلمانوں میں ہے دولت دنیا نایاب     تیری قدرت تو ہے وہ جسکی نہ حد ہے نہ حساب
تو جو چاہے تو اٹھے سینۂ صحرا سے حباب     رہرو دشت ہو سیلی زدہ موج سراب

طعنِ اغیار ہے، رسوائی ہے، ناداری ہے
کیا ترے نام پہ مرنے کا عوض خواری ہے؟

بنی اغیار کی اب چاہنے والی دنیا،     رہ گئی اپنے لیے ایک خیالی دنیا!
ہم تو رخصت ہوئے اوروں نے سنبھالی دنیا     پھر نہ کہنا ہوئی توحید سے خالی دنیا!

ہم تو جیتے ہیں کہ دنیا میں ترا نام رہے
کہیں ممکن ہے کہ ساقی نہ رہے، جام رہے؟

## گُل چھڑ گئے (اقبال نے شکوہ کا جواب)

لُطف مرنے میں ہے باقی، نہ مزا جینے میں		کچھ مزا ہے تو یہی خونِ جگر پینے میں!
کتنے بیتاب ہیں جوہر مرے آئینے میں		کس قدر جلوے تڑپتے ہیں مرے سینے میں
اس گلستاں میں مگر دیکھنے والے ہی نہیں
داغ جو سینے میں رکھتے ہیں وہ لالے ہی نہیں

چاک اس بلبلِ تنہا کی نوا سے دل ہوں		جاگنے والے اسی بانگِ درا سے دل ہوں
یعنی پھر زندہ نئے عہدِ وفا سے دل ہوں		پھر اسی بادۂ دیرینہ کے پیاسے دل ہوں
عجمی خم ہے تو کیا، مے تو حجازی ہے مری
نغمہ ہندی ہے تو کیا، لے تو حجازی ہے مری

علامہ اقبال

## گُل چھُٹ گئے (اقبالؔ کے شکوے کا نثر جواب)

بادہ کش غیر ہیں گلشن میں لب جو بیٹھے
سنتے ہیں جام بکف نغمہ کوکو بیٹھے!
دور ہنگامۂ گلزار سے یک سو بیٹھے
تیرے دیوانے بھی ہیں منتظر ھُو بیٹھے!
اپنے پروانوں کو پھر ذوق خود افروزی دے
برقِ دیرینہ کو فرمانِ جگر سوزی دے
قوم آوارہ عناں تاب ہے پھر سوئے حجاز
لے اڑا بلبل بے پر کو مذاق پرواز
مضطرب باغ کے ہر غنچے میں ہے بوئے نیاز
تو ذرا چھیڑ تو دے، تشنۂ مضراب ہے ساز
نغمے بیتاب ہیں تاروں سے نکلنے کے لیے
طور مضطر ہے اسی آگ میں جلنے کے لیے
مشکلیں اُمت مرحوم کی آساں کر دے
مورِ بے مایہ کو ہمدوش سلیماں کر دے
جنسِ نایاب محبت کو پھر ارزاں کر دے
ہند کے دیر نشینوں کو مسلماں کر دے
جوئے خوں می چکد از حسرت دیرینۂ ما
می تپید نالہ بہ نشتر کدۂ سینۂ ما!
بوئے گل لے گئی بیرون چمن، راز چمن
کیا قیامت ہے کہ خود پھول ہیں غماز چمن
عہد گل ختم ہوا، ٹوٹ گیا ساز چمن
اڑ گئے ڈالیوں سے زمزمہ پرداز چمن
ایک بلبل ہے کہ ہے محو ترنم اب تک،
اس کے سینے میں ہے نغموں کا تلاطم اب تک
قمریاں شاخ صنوبر سے گریزاں بھی ہوئیں
پتیاں پھول کی جھڑ جھڑ کے پریشاں بھی ہوئیں
وہ پرانی روشیں باغ کی ویراں بھی ہوئیں
ڈالیاں پیرہن برگ سے عریاں بھی ہوئیں
قید موسم سے طبیعت رہی آزاد اس کی
کاش گلشن میں سمجھتا کوئی فریاد اس کی

